تشنہ لبوں کیواسطے ساگر اسے کہو - گم گشتگانِ راہ کا رہبر اسے کہو
ویدانت کا یہ سار ہے سِدھانت سے بھرا - اندھوں کے واسطے نورِ بصر اسے کہو

نسخہ نادر و نایاب

طالبانِ حق کیلئے ہادی — سالکانِ حقیقت کیلئے رہبر

# گیان پرکاش

معہ

## شیوہ لگن - رادھا سوئمبر - سُودام چرِتر

من تصنیف شاعر نامی گرامی برہمہ گیانی

پنڈت نند رام خلد آشیانی المعروف

## پرمانند جی کاشمیری مٹن نواسی

سنہ ۱۹۷۱

بہ اہتمام پنڈت نرنجن ناتھ رینہ بمراد رفاہ خاص و عام چھپوا کر شائع کیا

Price Rs. 2.50

# پرارتھنا

پریمی دیش واسیو۔

آج ایک بار پھر اس پستک کو جو کہ گیان۔ دھیان اور یوگ سادھن کے طریقوں
سے سرتاپا بھرا ہوا ہے۔ آپ کی خدمت میں پیش کرتا ہوں۔ آج کی دفعہ ہم نے اس
پستک کو کئی ایک مہاتماؤں جن میں شری دامودر جی نہرو بھی شامل ہیں سے شُدھ کرانے
کی کوشش کی ہے اور ان مہاتماؤں نے اپنی کوشش بے پایاں کو صرف راداسویم وا
اور سودام چرتر تک ہی محدود رکھا اور شیوہ لگن کو ویسے ہی چھوڑ دیا۔ یہ اس لئے کہ
وہ کام ان کے انوبھوہ سے باہر تھا۔ لیکن اتنی کوشش کرکے بھی اس میں پھر کتابت کی
وجہ سے کچھ نکات زیر و زبرات رہ گئے ہیں جس کے لئے ہم معذرت خواہ ہیں۔

ہم نے آج تک کئی بار آپ سب پریمی بھائیوں سے گذارش کی کہ اگر اس میں کچھ خامیاں
ہوں یا اس سے مزید واکھیہ سوامی پرمانند جی کے کسی سجن کے پاس موجود ہوں وہ ہمیں
دیکر لوک ہت کار کے لئے اس پستک کو مکمل کرنے میں ہماری مدد کریں۔

ہمیں امید ہے کہ دیش واسی ہماری حوصلہ افزائی کرتے رہیں گے۔

نرنجن ناتھ رینہ

(مرکنٹائیل پریس سرینگر)

# فہرست مضامین

# پرارتھنا

پریمی دیش واسیو۔

آج ایک بار پھر اس پُستک کو جو کہ گیان۔ دھیان اور لوگ سادھن کے طریقوں سے سرتاپا بھرا ہوا ہے۔ آپ کی خدمت میں پیش کرتا ہوں۔ آج کی دفعہ ہم نے اس پُستک کو کئی ایک مہاتماؤں جن میں شری دامودر جی نہرو بھی شامل ہیں سے شُدھ کرانے کی کوشش کی ہے اور ان مہاتماؤں نے اپنی کوشش بے پایاں کو صرف راداسویم ور اور رسودام چرتر تک ہی محدود رکھا اور شیوہ لگن کو ویسے ہی چھوڑ دیا۔ یہ اس لئے کہ وہ کام اُن کے انوبھو سے باہر تھا۔ لیکن اتنی کوشش کرنے کے بھی اس میں پھر کتابت کی وجہ سے کچھ نکات زیر و زبرات رہ گئے ہیں جس کے لئے ہم معذرت خواہ ہیں۔

ہم نے آج تک کئی بار آپ سب پریمی بھائیوں سے گذارش کی کہ اگر اس میں کچھ خامیاں ہوں یا اس سے مزید واکھیہ سوامی پرمانند جی کے کسی سجن کے پاس موجود ہوں وہ ہمیں دیکر لوک ہت کار کے لئے اس پستک کو مکمل کرنے میں ہماری مدد کریں۔

ہمیں اُمید ہے کہ دیش واسی ہماری حوصلہ افزائی کرتے رہیں گے۔

نرنجن ناتھ ریند

(مرکنٹایل پریس سرینگر)

# فہرست مضامین

اوم شری گنیشائے نمہ

اوم شری گنپتہ ویگنہ راژندہ رو
سُوندہ رو مندرس وتھرُئ مہ
بالہ چندرہ مندرس وتھرُئ مہ

شُشہ وَرنہ دیشنہ رکھپالہ بالہ چندرو
کرشنہ پنگلہ مَلہ پوکونگ تہ سندور
مُوکھ داتا چھوک ژہ موخہ گذندرو
تنہ منہ لاگہی دِینہ پوشہ گندرو ،،
تنت ست پرپکاشہ آکاشئ
دلوی پُترہ ترہ نِتھر زتندرو
بندرازہ توتہ نس سیت ہت گندرو ،،

لالہ رتنہ مالہ نالہ پیری ژئ
سُندرو مندرس وتھرُئ مہ
سُوکھ موکھ ہاوُ تم پنُن انوگرہ
باسکرہ ہتہ سیئ شیکھرہ چندرو
گاش چون زگتس چھوہ نبرہ تہ اندرو ،،
اُولبا اولبا سہت ہت ژہ بہہ
چھتُر ڈلہ منڈلہ کے اسندرو ،،

ایکہ دنتہ آدِہ اَنتہ مدہ رستیے
وگمنہ ہِرہ تارہ دیگمبرہ گندرد
گندہ پوشیہ پُوزِہ ہت اندرمہ مندرد
رامہ چندرہ لچھمن اُدی ٹترہ نے

مولا دارہ پیٹھ برہمہ رُندرد
گندہ ہائی آرڈر ڈرا ندرد ے
ہِردہ یانندہ پرم آنندہ سُندرد
اوزہ ناوُتم متہ پادُتم نندرد

سُونزہ رومندرس دِنھرُی ے

گرہ گرِہ پُوز کر گورہ پانس نتے
پٹو اثیکہ وٹھ رٹ فلتنی پران

گورُی چھو برہما جی اَسن تتی
گورُی چھو ہیشور آس مانت تتی
تارہ تار مارہ سرہ پنہ نوُی پان
سو ہمہ ہمہ پانزِہ زنرِہ مُن تتی
لبہ روز آسک نِہ تار لبن تتی
گورت کرِہ زہ ورت تھوزِہ پنیہ لیہ سان
باردِس نخہ تل یلہ واتہ سُوننتی
موژرہ پت کُن ہترِہ رُوپہ بدہنتی
راجس تھاراج کرہ ہیی جان
برہمنہ ہمنہ کُن چھوک برمن تتی
پنہ سیت ڈینچ زان ڈینچہ سیت پن تتی
دِلشہ کالہ دُورِہ دُورہ نشہ روزان
پرمانندہ سُی گوندِہ لچھمن تتیُ

گورُی چھو ستہ کِن شری بھگوان
گورہ شبدس پیٹھ وارہ تھوکن تتی
زبرہ زبرِہ دیوہ آسہ ناوُ نیر نتی
بال رٹ زِہ ناوُ چھوی دادُ اگنیان
ول چھُی شُولہ وُنت پرت پرباتن تتی
خیُی کاس مہ سرہ آسماون تتی
راوت آسک مختہ لبان
کامہ کرہ دِدہ ژُورن لُوبہ مُومن تتی
پانہ داتہ آسِت چھوک نیچھن تتی
برم اکھ نہ پایا چھ بیاک آسان
برہمی ژرا ژر ترن بوِہ نن تتی
ہشرنہ کُنہ سیت سیت ڈیشن تتی
وُندُس وندہ لتس زُو تتی جان

توہ آسہ پرم آنند پراوُن تِئی      بٹو ائیکہ وٹ رٹ مَن تِئی پران

---

تراہمام تراہمام پلہسے موُراری
کٹہ سنکٹ ہی موکٹہ داری

زِنہ زِنہ ینہ ایثر گیمثر گٹہ
نٹہ آکاش بُوتہ کیاہ وَدہ کیاہ گٹہ
تاوُنہ بازارہ مختس ژگمہ وٹہ
یاوُن یان مہ سوبہ گتہ بجُرس وٹہ //
اٹہ بارہ کت کاٹ گاٹ گوُمت
دِیہہ بوچھہ کالک تراس چھوُم شیر نٹہ
پٹہ کٹہ مہ کالنتہ وُدہ شیرنس پیٹہ
کہٹہ ژآرہ ژآرہ میٹیہ لُب ژنہ کیاہ
فلہِ فلہِ سِئی مہ دُوتی ہلہ ہلہ وَدٹہ
ژوچہ گژہ پہنئی گرٹہ بوُٹھمت ژبرٹہ
موُنڈن کلنہ میون دیوہ ہارہ سُگل
بہت گیہ گوہ یثر خھومہ فولٹہ
اَدہ مامہ آسہم اَمِہ نونہ اُولٹہ
زانو منہ نَدہ ہوُر ہوُر وَلنہ آس
تار دِم بوہ نیرہِ یَہ توہ نتہ فٹہ
مونگمئی مہ ایکہ وٹہ ژہ نیتہ دِم ایکہ دٹہ
موُ رونہ پرارہ لُستہ کرسنہ نیرہ درٹہ

گٹہ یثر کوتاہ گٹہ کار
کٹہ سنکٹ ہی موکٹہ داری
یاوُن پختہ کار سودا خام
ہل ہل پایَن بُور کوبتہ ڈجہ اٹہ //
وَت دُور ایندری ژوُر بیٹہ سٹہ وٹہ //
نہتہ وِزہ پرآوُ پرآوُ لبت سانگ
ہٹہ ہٹہ ژآرہ ژآرہ کہٹہ نس آس کہٹہ //
لُئی ما رَہٹہ یُدپاد چآن نبئی رَٹہ //
کلہِ گوہ رودس کلہ گیمہ زیوہ
موُنڈن چھوہ عارمی ہمنڈن تہاوہ میہ جبٹہ //
ٹال اُوچھہ اُوچھہ حال فال ژگمہ مولٹہ //
اُوچھتہ یُدہ مدمامہ ژادہ فوچیام
تھدِہ ناتہ بڈہ نا فٹہ ییم پلوُٹہ //
ہفت جوش پانس آکاشہ ہیمہ ترٹہ //
رنگہ رنگہ منگہ نس بُو منگہ آمت
کٹہ سنکٹ ہی موکٹہ داری
کرسنہ منہ منترہ خئی ژلِہ ہم

تی زان تشخص بیٔی چھوئی اڈہ سٹہ
پرماننده سور تہٕ سوره نی یمہ لٹہ
سوروئی وٹ ون سورُت چھوینہ ہٹہ

کٹہ سنکٹ ہی موکٹہ داری
لٹہ پٹہ ہرت روز سکھرت کیت
کٹہ سنکٹ ہی موکٹہ داری

## دوه گوم لوست ون کس چھوه پرارُن

تارُن بہ پان | پانہ آسیٔ بیٔے
--- | ---
یُوت کیاه چکہ چاؤ چھوئی لوکچارُن | پت کاہ بیت کیت آسیٔ بیٔے
کونجہ کرہ کرگوک کرنجہ پون سارُن ،، | پنزه ہی ژورس کالی تھارُن
اتھہ ہت درایاؤ خاسیبی بیٔے | اتھہ رزه آسہم صحبن پان خارُن ،،
کنہ چھوسنہ لارُن کوناه لارُن | پمپوش اتھہ ہت خاسیبی بیٔے
بڈھ کرہ دودھ نیشہ پون چھوی ژارُن ،، | بوجرس کیاه کرہ دارنہ پارون
بالہ پانہ آس سنیاسی بیٔے | کالہ نشہ موکلیوک واتکنہ مارون ،،
پرانا کالس ژت اودھارون | آستہ سروه انگہ بیاسی بیٔے
ویراٹھ رہبہ ہتہ دھیان پران سندارون ،، | اومکہ شبده دھیانہ دارنایہ دارُن
قونبکہ یوگہ ابیاسی بیٔے | سوہم سمرت دھیان وچارُن ،،
ناده بنده یوگہ بیول سمت خارون | ہو آنہ یومہ ابیاسی بیٔے
گنیانہ فلہ فلہ خل ہتہ سارون ،، | مکتی خختہ چھوئی دانہ دانہ ژہارون
سوہم سو اطلاسی بیٔے | بن بن کیھره سمندر گنڈه فارون ،،
پرماننده ونده بھگوان گارون | منتر رودزت و نواسی بیٔے
موہنس جنگلس دتہ ژیتنہ نارون | تارون بہ پان پانہ آسی بیٔے

# لیلا سوامی امرناتھ جی یاترا

منتھر پرشیوہ شمبو

منتر کر پُوزن پربھو

دیہہ گوفہ ست ژرت آنند لنگ
لُوک دیتنس کیلاسہ سُرنگ ۔۔
ونِون پانہ چھہِ بنا سنن
تراہمام پر یاترا ژہ کر
گوف ہِنِ گوف چھئے برابر ۔۔
دہی دارہ سان ایکانتہ پچی
گوڈہ گنپت بارُک گنیش
مولا دار دائرک مہیش ۔۔
سادشتہانہ شوراہ[16] یار
شو یارہ فیر کُنڈہ لینی
ست سمندر سنہ اُوگنے ۔۔
نُور فیر پور کُن موژہ ڈل
ہیوُر ہیور پک ہیور ہیور وات
گت پراوہ نچ بوزکت تہ بات ۔۔
ویدنتہ اُدمکار وُبن پُدا
نابہ ویشہ ذشہ ڈلہ سنگمس
کرشنس متھاور زنگمس ۔۔

منہ ہیٹس پٹ ہیوڈھ لنگ
کُن تھاوُ سرسوتی چھئی ونن
ناہ ریپہ وُلن ہیُن ہیُن نلن ۔۔
ہرموکھ پنتُوہی پان ژہ ور
لیلا چھئے امرناتھ پچیُ
شمہ دمہ گوف برشانتہ پچی ۔۔
دُور موژان رُوزت چھو نیش
برہما شُوئیس سرشٹہ کرتار
شٹ ڈلہ ششس موخہ زن کمُار ۔۔
فیرہ وُن پران تتہ زلہ کنے
اشٹہ ڈلہ دراوُ پمپوشہ ڈل
ویژارہ اُوچھتہ سمسارہ ڈل ۔۔
دُور ہیومُت چھوک کوہ وشات
تیر تھہ رُوست ماکونہ کانہہ پدا
زلون مُکمنت شو پرم آتما ۔۔
ژاد ہم لُوک ست سنگمس
اندِ اندِ فیر ژکرہ ورہ سبئ

پرِدکھن کرٕ ژٕ مندرٕ سیٖئے
مندرٕ مۄ چھتہٕ اُچھتہٕ چندرٕ یار
وزالیشوری زنمہٕ زنمہٕ پار ،،
لج تتہٕ شیوہ جٹا ژوٗ پوٗر
ژھیف ژنٗدٕ ہرت وات ژوہندٕ بل
دیوہ پوٗز زیوہ پاٗو چھل ،،
پانٕۍ پانس میلہٕ نس
واتہٕ کھٕیٔ ژٕ وٕتہٕ دیرٕ سرن
ورزہ واٗوہ سیت بلہٕ وٕیہٕ ایرن
منہٕ نِشہٕ دوٗر کربےٚ وِخیف
ژلہٕ نتہٕ بۍ گوٗیٔ رتنہٕ دیف ،،
پرِدکھن کرتت مندرس
برگہٕ تیرتھہٕ پیٹھہٕ چھوی سُرگہٕ دار
باوہ ارگہٕ پوٗشپہٕ پوٗزا چھہٕ ساز ،،
واتِت نشانس مۄ ژٕ ڈل
کنٹھہٕ دلیش پیٖش چھوہ ژوٗداہ[14] بون
تتہٕ تور پوہ نی یوٗت وڈن ،،
ژھوٹ ونٔن چھوہ مُٹ بوز واریاہ
لازم چھوہ بۍ یۍ تی وٕنوٚ
تہکہٕ یوستہٕ دپہٕ پگہا وٕنوٚ ،،
ہکہٕ خھٕیٔ ژٕ تتہٕ دنتہٕ رات زاگ

دیوہ پوٗز شامہٕ سندرٕ سۍٔ ،،
ساپنٕئی تتہٕ ہرہٕ چندرہٕ یار
کبحراوت وات تھج وار
اناہت منڈلس تھاوٕ ژٕ خور ،،
ویشود ژکرچ ایوہ تہل
منزوات کھلہٕ نتہٕ کھیلہٕ نس
تیل زن تیلس تیلہٕ نس ،،
تتہٕ چھنہٕ واتان ویرٕ سرن
منز کر پوٗزن پتہٕ بھو
ناوت گنیشس سوٗرلیف
پُشراوٗ پان پرمیشورس ،،
واتِت روٗز ماٹلی نشورس ،،
درِگہٕ نشہٕ موٗشرت مو ژٕ پرٕ
رینبزلہٕ تراوت رینبزہٕ پل
کرمس تہٕ درمس شوٗرقل ،،
نیلہ گنگہٕ پٹ بوٗز واوہ جٔ
منزل چھوٗہ منز منز واریاہ
اکریا دارٕ چھیٔ کریا!
ننہٕ واٚرِ واتھ کوٗر ونوٚ
الیشہ الیشہ اُوتم شیشہٕ ناگ ،،
راگ تراوٗ پراوٗ مہا ویراگ ،،

تیاگہ پنثرہ کرت پنثرئی ترنگ
پدمہ نالبس چھم یمتہ رنگ 〃
سوہم بھیرو بالسئی
رِندہ روز ٹوز زندئی مرُن
سبلنئ چھوہ تتی سشیو ورُن 〃
رشہ راگہ روست کالہ دلبشہ من
چھئی پرالشنتی تت پشن
یثرھہ اوستا چھنہ برہمہ ریشن 〃
مل بوت چھل گرہستہ باوُ
لُس چھوہ پرماتماہ تہ وٹنگ نات
یمہ کرکہہ سُویم درُشات 〃
نُو ندہ ادین لُس تہ اشٹہ سِد
ننگہ مُنت ہنگہ تنُی منگہ روز
پی گژھہ دھیان دیہ گرہ سوز 〃
تراوُ دیوی تہ دیوتا انئی
گنہ منزہ لعل سُوئی مونہ منز
تُف کرزہ دیہہ آروَنہ منز 〃
اگنیانہ شیکھرس تراوُ رویئے
سہسرہ ڈلہ لیَ گت ژہ پراوُ
منہ چی دمالہ کرژہ کراوُ 〃
تھان گوَ ژہ بیت بہان وُتھان

ست سمندرہ کی ژرت توُرنگ
خستہ استہ استہ پنثرالیسیٓ
ٹکُ بتنہ لگہ یت لالہ سیئی 〃
غرُبہ یاترائہ اپوُر ترُن
شوُزہ برت سنکلپہ نشہ من
شتھلت املیشہ انیشہ من 〃
مدہ ماتہ وی خری چھس پشن
باوہ اُمراوتی چھہ ناوُ
سشبوہ پادن پان پشراوُ 〃
یَس چھئی بھیرو وینالہ سات
روُدمُرت گوفہ لُس شودہ بد
آکاشہ وت کہنہ گٹ تہ وَد 〃
ایشور درشنئے سشبدہ بوز
گوفہ منزہ گوفہ وات پنئے
چھونہ چھنہ یمہ بوت کنئے 〃
چھوُنرک بہ چھُن چھُن رونہ منز
سُوشبدہ پرمہ پرنوَیئے
تالوہ کبوترہ آلویئے !! 〃
برہمہ رندرس نشکل سُو یاوُ
پکہ وُنِ چھہ وارس مُت مہتان
سمادِہ منز بُت ہیُو موُژان 〃

پنہ نُوی چھوہ پان پانس ژمُن
اتِ وہاں لولہ نارات ہمُن ،،
بمہ وی زُون بروُنٹ آؤ ہمن
تَتہِ فیرُون اناہتہ ناوُ
طُریا یہ طرُبا تیت سماد ،،
جاگرت سُپنی پنگلا یڈا
بُونرا کمل میں جب وڈا
اور تھا کوئی نا بڑا ! ،،
رسہ پوُرنہ ہُئی چت ژہ وُس
گوف زل ژہ تراوت نس شوس
پان پُشراوُن چھوُئی ژہ تس ،،
ژم چھئی پرکرت پورشس مول
یوہ کِن سشیو زانک ژہ پار
یوہ سرہ ژہ سار شیوہ شیوہ تار ،،
گن نیس چھئی اُوچھن یاترا
پت نودار وات نو دل
دہہ یاترا گیہ ہیُ سُوفل ،،
سمسارہ زگہرت دیوہ دار
فیرُون چھُوہ یلہ نربو لسئے
یہ لستہ کمہ نس یوہ بالہ بیئے ،،
نیتہ نیمہ وُس بوانہ بل

ہیُ ژمُن نی سمُن تی شمُن
ہیُت تھان چھُوہنہ پراوُ ہمَن
پرم آتماہ پرزنت ہمن ،،
سُپنہ انتہ سوشمنایہ آوُ
جس میں جوگی آ پڑا
اُوترا وہاں کوئی نا چڑا ،،
ابنا سئی ناہی سب کڈا
فیرت یڈا یہ کِن سنگمس
نیت کران شراد چھی یس وہ تس ،،
تس روُست رُوزینہ کینہہ ژتس
شیوہ شیوہ دھیانہ نشہ مُوژہ ڈل
کریہ ژترہ کار مایایہ ژہل ،،
رُوزہ نینہ کینہہ پاپن ژہ بارِ
یُن گژہُن چھئی زَن یاترا
پنہ نی چھہ ونی نی وارہ تار ،،
وانت ژلی زنیچ وَدل
دیہہ چھوُئی اُونمت دیوہ دار
دھیان کرہ دھیان زان دہہ ودار ،،
وانت تت ولیشنہ بو لسئے
وزہ نس چھوہ زل نرمل وُچل
دوہ منہ وات بھوانہ بل ،،

برگہ پاد بُوز سم شرگہ ہیر　　چمکی تیز کاسئی انیر

ژلہ نئی زنہ زنمک بجبر ״　　برگہ رلیف نو دُرگا ژِہ مان

شرگہ لُوکک چھیٔ تت نمان　　لیشٹہ دیوی چھہ پننہ نئی پرمان ״

شیوہ شکھت اکھہ نامہ ریپہ بُن　　پانہ بوزہ کیاہ نُن وَنُن

پرمانندہ پانس بنُن ״　　دیوی سو پاروتی ستی

آج یس وُنک میناوتی　　شیوتس ورہ نی آوُ تتی ״

ہی دیوی مہ دَیا کردم　　ہَرہ ہَرہ ہَرہ شاف پاف ہردُم

کرمہ فل اُدچھنہ نیٔ اُدِن ڈرُم　　مَن تہر کمہ پُوزن پرجُھو

---

# شیوہ لگن

## بزبان برہمہ گیانی سوامی پرمانندجی

رسہ پُورنہ پرمہ سدا شیوہ
ستہ ژِت آنندہ ویگنانہ روہ

دین چاَن نوَ ندا اشٹہ بِد　　زیوُن ہُندہ کرنا ندہ

گلِہ گلِہ امرت یمو چیوہ　　ست ژت آنندہ ویگنانہ رَوہ

سارنی اناتھن رَچھہ وِشات　　دارِت اوتار ویکنُٹھ نات

یوَہ بوَہ سرہ یوتہنہ فتوَہ ״　　امریشرہ ژِت اُمبہ شلا

اُمراوتی ہست پُورنہ کلا　　پیہ ایشہ بہہ ایشہ کم نہ پوَہ ״

ورت گفت پاٹھ ورت گُفا　　لُوکن ہندہ یوژہ گفا مفا

سہہ اندر تہ نبر لاؤ فیوہ ،، آمُت ورہ نیُی ژہ پارہ وتی
دکھ پرزاپتی ستی! گرہ ہمالن ژہ آکھ نوہ
قوتب بجہ بجنا چھان کرہ گاگرہ منز پتم ژہ ساگرہ
زبو دم تُت یُت زہ گیت گیوہ ،، قو بچہ گرہ سمواد کرت
یوگر پورت تہ وگنیانہ برت انتر ہموکھ ژرت انو بوہ
لُت لُت درامُت چھوستی پتی ستہ سنکلپہ سیت سبت ستی
واتک یتہ ودان رامہ جوُرہ ،، سیتا نیمژ آس راوہ نن
رامہ جوُرہ توہ تتہ مراونن للہ واَن کرنستہ ژاروہ
دارت دارہ نابہ دھیان سنیاسہ یوگہ رامہ رامہ زبان
انہ بوہ سادہ نابہ پرنوہ ،، دورہ دورہ کرتھس یاد پرنام
ست ژرت آنند بولا بولا رام گوہ پنہ نوئی برم سیتہ گوہ
ودہ لُستہ بیہ کرہ سیتہ سیتی سیوامیہ سوئی سوامی چھوئی
پرماتما مایہ راگوہ! ،، دُپہ تھس شیوہ جیہ یھوئی یھوئی
تہ یہ لوکس منز چھوئی یھوی بیاگ چھونہ کونشراہ زہ ونوہ
یژھ چانہ چھنہ تس پژھ بڈان اودیایہ منہ چھوس ہوہ کڈان
استہ ماتیوت زہ ونت ہکوہ شندکایہ منہ سیت سیتہ ہموکھ
تُت آیہ سنموکھ تہ دہموکھ منہ شندکا زہ کاسہ ہا بوہ یوہ
زانمئے منہ سیتا تہ رام چھونہ بس تس روست ویشرام چھونہ
نتہ چھاسوئس دنیاؤ ویدوہ ،، برم وچھتہ سمسار یاترا کیاہ
آتہ کیاہ نوزتہ پہ آن زہ کیاہ ننرہ پلور بانہ لوزہ ودتہ نوہ
رامہ جُون تورہ لتس کت اکی ون پتہ ورتا ننزہ پنزہ کن زدن

بازس برسہہ گوسہ ذٔرہ ،،
فبرت شرمہ سیت آیہ شرن

یُت کیا زِہ لیوکھنم پرمیشورن
کَس وَنہ پانس مہ پانہ گوٚرہ ،،

رُود مُت شیوہ ناتھ ہرت سماد
دیوی سرہ نس شوکھ اُوپاد

کِرہ کھما شیوہ نہ بُوزہ دیوہ ،،
وامہ باگہ آسن یُس چھہ آسن

سنموکھ تراونس مرگا زن
ات بہہ سیتا چھکہ زہ یوٚہ ،،

یئی کھُت سیتی پرایا چھت
موٚہ مس چھت مو ہتہ مایا ژٔرت

لچھ مثر نکرن تہ ڈج زہ پوٚہ ،،
کر زہ گنڈت توٚہ عرض کران

شیوہ سُند دھیان منہ منز دران
ہمپوشہ ورشان اشہ لوٚہ ،،

لچھ لچھمن ستے وکھیفہ وِشئے
یتہ بہرت کوٚہ پوٚژہ بوٚلشئی

دنہ تمہ نیٔ یمن مہ دوٗدھ پچوٚہ ،،
مالِس تہ ماجہ ہند سِرہہ زِہ گنیوم

وَدِ وَدِ تہ سُرسُر مہ مُر وینیوم
درشنہ ورشنہ منہ فولوٚہ ،،

دکھہ پرزاپت بگن کران
کورہ زامہ تہ سال کرہ بران

پران غوصہ موٗٹھمت سو بھروہ ،،
پروٗن کوف وگلت آوہ نوٗ

یم تمن کتھہ نئی کن تہ نہ نہوٚ
کال دیہ دہہ بیالو دہہ نہوٚہ ،،

وِنہ نئی ما دوٗنمت چھوٚ سوال
مالیون آسہ کیاہ نہ ماتا مال

ونن اُوسس شیوٚن یہ پدوٚہ ،،
دیوی فبرت وُنہ وِنت

ہی شیوہ چھم نہ ڈنجہ روزان ژٔرت
بوز کتھہ بُوزمثر چھہ ہتہ بوٚہ ،،

کینسہ سندہ گرہ یاتہ پرد پاس
سُو یم آگت وُنک زِہٹس نواس

کینس گژھن پانہ دِن یہ ویدوٚہ ،،
دیوہ لوٚن زان کم زِہ کِتہ مٹے

دِلکہ نیس یہ لیوکھمُت نہ کہتہ مٹے
بوزنس نہ ژرکہ ہرُت ونان شیوہ ،،

انزہ کہتہ دنہ دہہ چھہ پہ باوٗ
انادرس ناوٗ باوٗ چھہ تھاوٗ

وٮ۪ت کیچھہ وُتھہ کیاہ زِہ بار دَوہ // اگنیان زانن زِہ کت پیچھیٔ

کرِہ لیکھایہ تم تہ تی پیچھی // پنکھی زن تہ اُوس اوڈوہ

شیو لگ اَسہ نستہ کوٗپہ ھتوٗیٔ // آدِ انت وُنومُت ھتیو مُتیٔ

دُوڈھمُت وُن تہ زاہ تہ مَنوہ // سُوستی بلہ دکھن دیش وا آٹھ

وُچھنس دریاس مانِن باٹھ // ڈینے زِہ سالس آیہ کوہ

گیلہ وُنِ تہ پرتزہ پرتزہ کنہ فشرائے // سُوستیٔ دکھنس کُن کمِہ بتھہ آئیٔ

از مُوٹھس سُو ویرہ بُوس کران بیوٗہ // کہلوس من نزہ شہلیوس

پتہ زُن پانس پانٔی پیوٗس // نوٗن پیوٗس زن چھوکس سوٗبچوہ

نچہ لج ژبن ژبن ژبتنائیٔ // بُوآسن آس کہسہ ژتائیی

دسنایہ ھند بیوٗل تہ توٗہ // گیلہ بِتہ بِتہ ماج کوبہ دیہ پام

دا وچھم ژیتہ حشن تُھیٔ زام // زندہ چھم سارئی تہ کمن ریوٗہ

تہ گوم تنت یتہ ییت کیاہ گوم // یَونئے کھونئے تہ لُت کیاہ گومٕ

سربہ رُوست زدن کتہ نشوٗہ // چھنٕمژ سُو تھرہ چھٔنہ تُوچھہ مُوران

لجمژ سُو آوُلنہ لجہ ایران // مٹھمژ ژہانٹ اتھہ کھوروٗہ

چھنٕمژ سو آشو تہ پاشو سان // آشو مٹہ چھوٗیٔ پان دپان

ھشیوہ تھوٗہ مئی مہ آشوٗہ // سالس ییٔن یوم ییت بستم

یور یتم نتہ تورہ نتم // دُچھتہ بیرو میان بھیروہ

نُی ونِت زون سربہ اگنہ کنڈس // مہج شاکھا اُدشٹانہ مونڈس

پرآو نزہ یژھ گت تہ سدوہ // لگ ھوٗنہ کنہ نتہ پنٔشرہ بوٗت

جوالا درایہ تمہ اگنہ جوٗت // راگنیا تہ نوہ چھی گلشہ لوہ

ہربت گیہ تنت اگنہ وَتہ // دُومرہ موکہہ آکاشس چھتہ

دین تتہ دیوتا نہ دالوہ ،، ونہ ونہ ژندنہ آرونہ کاٹھ

واٹ کیاہ تتہ درٹھی گیہ کاٹھ ندہ آسہ پکہ ونہ مدہ گیوہ ،،

ڈیتھنگ نہ میجر سویم پرکاش مہا آکاشس سوژرت پرکاش

کلپہ کلسئی نت دراو میوہ ،، ژہارت تتہ چھنہ کینہہ تہ بسن

ژہانڈایہ لوکو تہ ماجہ ببن اوتہ چھوئی مینہ سوئی ژہانڈوہ ،،

پانس پانئی چھوہ میلہ نوئی گندنا چھو گندن تہ گیلہ نوئی

سون نیرہ نارہ منترہ گلہ زبوہ ،، پرمانندہ بوز دیہ گت

وتھہ تراوست سار موژہ پیت کت بوز نتہ کیاہ بہ کرو کروہ ،،

ہئی گر یوگہ سمبوگہ پرایت یوہ سیدت دوٚن بنہ یوگہ پرایت

راوہ نئی نہ قل ما پراووہ ،، دیہہ درشٹ گلہ ژلہ ایمان

ادہ بنہ سدت ہمرہ گیان کرشنس میلہ بتہ زہ اودہوہ ،،

کوپناو بوزت تہ بوتہ ناتھ دکھنس گژھیت کرہ اوتھ پاتھ

مول نزہ پھزہ منتر تھوہ تھوہ ،، جٹہ گنگ لیتہ ہٹہ واسک ناگ

ستی ہندہ پوچھہ جہا ویراگ یوگیشور تہ اوم بوز یوہ ،،

تت دکھن دیشس اوترہ پوتل واتنہ روست تم تراسن تنل

گٹہ ویترہ کتھہ پیہ ہمرہ پروہ ،، سیدت سیدت یچھہ یمرتہ لوت تہ پریت

سندر موکھ وارت ویریت کن ڈل دکھنس تہ تالوہ ،،

گگنس کوپن کہور اگن یاد پیوک پت کالہ کوئی لگن

نٹن اوس پاتالہ سان دروہ ،، برہما وشن یندر تہ ریشن

تراوت ژلہ ہن ساری دیشن دیشہ رسہ روست ہیوک اوپدروہ ،،

زانن نہ کھوہہ کس کیاہ بنی کس سنہ ہورس تہ کس چھونے

وانن دِت ٭ رُود قالوَہ // یعنی اچھہ تہ پورت تہ دین بناءُ

پہیت پتھر درتھی سیت سناءُ ژہ بیس بیُول نیرہ نت تہوَہ //

کرشنس کانسن اُوس بھُوجہ بوُر اوتار وارت آیاوُ یوُر

گاجان کورو پانڈو تہ یادوَہ // تہتھیُ گوشیوہ اوتار دکھن

بومرن زن تہ لُوکن تہ کہٹن کم غہ زِندہ امرت یمو چیوَہ //

شرُوت یِیُ بوز لوکناءُ بوزنس چھُوہ ویتزار ترائیِ

پیتراوُ نتہ راووَہ // مند تتہ سارئُ تت سمائیِ

شیوہ درشنہ ستیُ کنُ نمائیِ کیاہ ستنا اسہ تہ تُوت ڈیشوَہ //

گُوپس لین آءُ ریشن تہ مُنی برہما دک ساد سنت سنئی

بولان تھدہ تھدہ شیوہ شیوَہ // ستی رہ سُت چھُونہ شہلان

گُوپہ ہرت تہ گرہ گرہ گہلان برہما تُوتہ لستہ مادوَہ //

ہی شیوہ پانہ چھوک برہمہ انگنئُ رُوزہ ماسوستی کنِ زنئُ

ہمیہ گرہ تمہ دُوپ یمہ زیلوَہ // تپستیاءُ تراوُ ایمان پروُن

پرانیومُت یہ مالینِ کروُن ژہارت پراوُیُ ژری شیوہ //

لَس ہمالِن بیناوتی ستی ہیُ نتہ پاروتی

تُوتہ نس استہ نتہ آسوَہ // ونہ نس چھہ کارن مُنی ریشئی

ماگھیہ گتہ پچھہ تہ یودشی شُوکہ مُوکہ بنہ اوت او چھوَہ //

بوزِت چھوہ شنکرناتھ شمان گوزن آس آکاشہ ویمان

ارمان سارئی سُو ڈیشوَہ // پتہ سۓ کیلاس شرنگ رُود

وارِت سمسکارہ اوستہ کروُد شانت گو ییُ بنِ تہنہ گیوَہ //

پرماننده تراوُ کہتہ کت آ شیچہ یہ شیوہ ناتھن چھہ گت

تس کرمنہ دِن تہ رات سیوہ ۔۔۔ ست ژِرت آنند وِگنانہ روِوہ

---

## جگت امباپاروتی جی کا جنم دارن کرنا

مینا وت یُس مینا وتی ۔۔۔ تتھ آیہ زنمس سو پاروتی

تیزہ تمنِدہ پیہ بسریہ پرِوِہ ۔۔۔ ست ژِرت آنند وِگنانہ روِہ

آیہ گندرب گیوہ تس ۔۔۔ دیوئی تہ دیوتا سیونس

آسہ نس تہ وسہ نس چھوہ اُودوِہ ۔۔۔ رر ۔۔۔ زیت آس تپیا نت کران

سرسوتی نشہ ژور وید پران ۔۔۔ پمہ پد تراوت سو درموِہ ۔۔۔ رر

سنبمژ کت نہ کینسہ باوِہ ہی ۔۔۔ ژُرمے شیوہ تہ پانہ راوہی

دیوہ توِہ راوُمُت نہ لبوِہ ۔۔۔ رر ۔۔۔ ہُرہ تس دِن تہ رآژ برہ نس

شیو یُدمہ بیہ ہم وِرہ نس ۔۔۔ پژ ہژ گیمژ تہ فلوِہ ۔۔۔ رر

ماجہ مالس نہ کہٹو آنِ کت ۔۔۔ اندرم تہ نبر ژِہٹہ وِلن کت

لولہ اگنہ شولہ وُلن سو تیزہ وِہ ۔۔۔ رر ۔۔۔ پرانہ وَرِژہ سُورہ لس کوپہ ہژ

شیوہ درشنہ سئی ہژ گیمژ ۔۔۔ بیلہ کرِستا سیت ژُوِمژ روِہ ۔۔۔ رر

ارہ کانژ راورت دِن تہ رآژ ۔۔۔ پمہ وُلن سو پرارہ لس دیہ ریچھ

برم ریشی سِد نہ سادوِہ ۔۔۔ رر ۔۔۔ یعنی ستہ ریش وآت تس لِسنئے

درژنایہ ڈلہ ماسو دویہ ریشئے ۔۔۔ شیوجی نبو اپہ وادوِہ ۔۔۔ رر

سُوہُت سو ہرس ماپزی ۔۔۔ کہوژہ ناوہ وُلن تہ دِلیوہ وُلن بلئے

ساکہات شِشمانہ پیرِوِہ ۔۔۔ رر ۔۔۔ درشُن بھیانک ہاوُلن

نتہ نون قتبیلہ سندہ چھاوہ وُلن ۔۔۔ دُولموُت سو کیالہ مَلوِہ ۔۔۔ رر

سرفن ہند چھوس یوبنہ ناآل — وارہ زونموت چاآن ماجہ ناآل
ونیسہ کن کینسہ کونسں ماسو بوہ ،، بالک چھکتا ژہ رازہ کمار
شوبہ ہک بہ نوچھہ رازہ دار — رازہ ژگتیک گل سار دیوہ
کوہ راوک ژہ تسنزہ کلے — سورہ تنزیس زہ چم تہ بورہ ملے
بنگہ چرسن سو ڈولموت پوہ ،، سونن تہ روف تہ تخنتہ لعل پزہ ہے
نزہ پتہ سیت پان دزہ ہے — رازہ کمارہ ورہ رازوہ
گرہ چھونہ کینہہ کونہ ژہارہ ہن — سوزہ ہس کونشراہ گارہ ہن
چھوسنہ کوہ نیب نشانہ تہوہ ،، رازہ کورہ ڈینک چھیوہ ریش
پنزہ ما توہہ یت کالہ دیش — ژتہ برم گومت چھوہ کوہ
ریشہ ریژ گو زہ ریش دھرم — نہ زہ کرمس پاون برم
ہنجہ وتہ کس لوگ سدوہ ،، توہی پزہ وت ہاون لوکن
نزہ وت راوہ راون لوکن — زانموت تہ پرمت ویدوہ
ویدوہ پرمت وانئی ونن — پانہ پرزہ ناؤ تو یدہ ینن
پزہ کتہہ ژکہہ مازہ پزوہ ،، ہکہ ما لوتس نندا کرت
یسنز زندہ گی چھم نہ مرت — مولہ تستند دارمت تہوہ
پانہ چھی زانن وارہ کت — کینسہ مالس روست کینہہ چھہ گت
تس دیوس سارہ سیوہ — ست چت آنند ویگنانہ روہ
ست زان چھوہ ست واکھ دیوم — شیوودام تہ توہ ہنہ منز پرپوم
پمہ یہ تنزی سارہ ہرپوہ ،، بوزت ستہ ریش اسہ نیش
ستی آس آئی کیلاسہ نیش — تتہ پراران چھوی ژہ شیو جیوہ
سورہ مت سوئیس ژہ چھک سران — ویرہ جانہ آس ہنرہ گی کران

ویرہ رُوست چھک نہ ژٕی نموٗہ ،، یُس یچھہ سُوئی سُوئی تس یچھہ
گڑہ یُس سُوئی سُوئی تس گژھہ سے یژرہ پژرہ نمسئے پراروہ ،،
یژرہ نس ژہ تستہ چون ویر ازچھی نہ بہ چھہ پران پرأن ژیر
دُورہ روزِت تہ نبور نبور چھوہ ،، ساری چھہ تسنزی دیہ گت
ژہ سُرن سُو پراو نیر بیہ گت فیر پوٗت نیرہ کیاہ کھتوہ ،،
تس نہ چھوٗ نہ آنند ژی سیوا شیو چھوٗ تہ کر تسنزی سیوا
ہکما کہ ژہ استہ گژھہ ہوہ ،، اسہ تہ چھوہ رکھپال آسہ ون
ویاد اُپاد سارکاسہ ون نادہ بندہ یُوگہ دھیان سُروہ ،،
گبہ تِم یی ونت سوتلف کران یژکال گوک شیوہ زف کران
پیتہ زبہ باوہ نایہ باووٗہ ،، دُوہ اکہ رازہ رانی سُران
رازہ کورہ ہنز کھتہ کت کران یڈ واژ یژہ اُون تس ویوہ ،،
رازہ دارا جان ہیبلہ نا زوٗنہ سانہ کوٗتہ بان ہیبلہ نا
یان جان تمنئی زہ وندوٗہ ،، پورُوہت یُس تِمن زہ کولہ کوٗئی
تس ونوک اندرمہ لولہ کوٗئی رازہ کورہ ویواہ زہ کروٗہ ،،
کوٗتہ شایہ کھوت رازہ دارا وُچھہ گامہ گامہ پرت شہارہ اُوچھہ
نُت ہیوٗ زِہ یُت اِستہ تھکوہ ،، کرمہ لیکھا یدُ نہ زانزی
بُوزسیت جان جہان مانزی پیہ نا جان نان منگوہ ،،
بُت ہیو زانک ژہ ہوا سے لسہ سُوی اَوہ اَسہ اولہ سے
کرانہ قبیلہ سان نیشودہ ،، بُوزت تہ پُوروہت سکراوُ
گووہ سونت قلمت بڈ ناد چیوٗہ نس آو تہ گنڈن چیوہ ،،
وارہ رازن تہ زانیی وتھس ہیچہ ہیچہ واپنے

پیاہ تہ پورُوہت کنُوی گوہ ،، ساَن گُور کیا تہ ننہ چان گُور

پکہ نس کھوڑہ نہ نیوُ رتہ دوُر    دوُرہ ییر دیوہ گوڈ سموہ ،،

زانگ تہ وانہ اُوچھہ میلہ ییُت    پت بروِنٹ کوُنشراہ نہ گیلہ ییُت

جوآست تہ ہن ہجوہ ،، دراوُ پروُہت رازہ نخچترہ

وانہ پاٹ رخصت ہت گرہ    رازہ سُورہ تی وژُن کنن گوہ ،،

بُوزنت تہ پانی گرہ گیس    باوہ نایہ بڈہ آودہ گیس

پژہ کہتہ موڑہ راوُن زیوہ ،، برہمنہ کیا چھوُی ژہ ونہ نُوی

پرالبد چھوہ پنہ نُوی پنہ نُوی    دیوہ لون تہ ووُمت زہ نو لوہ ،،

ونہ ہاُی پنہ کہتا نہ بُوزہ کہی    تہکہ یک نہ پان تور سوز کہی

یژ تہمت نہ تتوُی واتوہ ،، ییت دارس چھوہ کرمہ لون میون

تتہ روست کوہ . بیہ ہی تہکون    پکہ پکہ نہ تہکہ تہک تراووہ ،،

زانوک میون اُوچھہت ستہ ریشو    برہمنو تہ پنڈتو تہ جوتشو

وہم فل منتر ہت شیوہ ،، اوتر دلیشس ژہ آشوی چھوُی

سارہ نی ہندُ سوُ یُوگی کہنوی    تتہ دیشس کُن ژہ تراورہ وَہ ،،

مایہ چانہِ ومُی تہ پوز ژہ . بوُز    تور کُن لار اُون ییتہ مہ روزہ

یترِ کیلاسہ پربت تہ تت شوہ ،، تتہ ہی ڈلیشک نہ تی چھوُی سار

تتہ نی پرار اوُر یور مہ لار    تتہ چھی مختہ ہارن لوَہ ،،

سُوتہکہ لرہ نی چھوہ تتہ مُختہ دوَن    ننتِ نی چھوُی کرمہ لون میون

تتہ تپہ سان چھوُی شیوہ جوہ ،، تتہ شیشہ خانہ شیشہ رس

مہیشر چھوُنہ کُونہ ایشرس    لعل مختہ دنہ دیار تو دوہ ،،

تنبہ لیا مُت تت تی بہار    رنبہ وَن ڈلیشت سوز نیہ وار

ژُوکر تنتہ بنِدر بندہ روہ ،، تنتہ چھوی چھپنہ تس سوب ہرو
پانہ وان حضرت پنزہ دردہ ،، وِین چھی تتہ دیوہ تہ دانوہ
جٹن تنتہ ہارون تاف ،، ماگھہ تراو فہاگنہ سورہ شاف
رُوٗدٕ داو ترٹہ سشین کیاہ گوہ ،، پنزہ کہتہ پنزہ پنزہ سارنی
لُوٗر بوٗنہ یدٕ ژہ پنزہ مارنی ،، پنزہ پوٗنہ یدٕژہ پنزہ پنزوہ
برہمنس تہ پنزہ کہتہ آیہ پتھ ،، پوٗرٕ ڈینس وارہ تور گژ
تنبہ لیومُت شو درائہت دوہ ،، وتہ دوٗرت یژ دُور دُور
دِین اوٗس اوین فیرہ ہا بو یوٗر ،، سنگرن تہ بالن لگُس کوٗہ
وتہ راوہ راوُسُس رازہ کنی ،، یور کریٹہ گنڈ تہ خیمبرہ کنی
خورمی گلبہ قلبہ پلوہ ،، لوکہ کتھہ بہ مہ راوُس یوٗز روٗست
ناوٕ چھوم برہمن تہ دزٕ روٗست ،، ہاوُم اوٗن درشن شیوہ
ننہ وار وانتہ کوٗر کہوٗرہ قلم ،، یوٗرٕ سکوٗر آس کوٗنہ ساس ملوٗم
شوٗر تہ باتژ کتہ چھم باندوہ ،، گژہ ہا ننہ من پھوہ تنبہ لان
مخنہ وارہ شُنکا چھہنہ ژلان ،، دیوہ شیوہ درشن تہ ڈیشوہ
گرزہ دُنہ آکاش نیدہ اوٗچھن ،، اوٗچھن اوٗس سرپن مہ مابوٗ چھن
ننہ وار کہوٗند لدلدت چھوہ ،، سرف آس کلہ نی مال ولبت
وتہ راوہٗت نہ کہ ماژلِت ،، پہار بدہ اختیار روٗست گوہ
پالس شوکرہ وٗن للہ تہ وان ،، پژ کت پنزہ تم اپژ زان
پکہ نس پکان اش وارہ ،، یتہ تنہ پکھا بیہ پوٗنہ ناہ
میلہ دیوہ دکھتا تہ بوٗز تاہ ،، مدعا سمشیہ سان گوہ
آس کوٗر گھزہ کوٗر کیا بنیوم ،، کیاہ سنہ لیٗرہ کیاہ آسیم بہ کوٗم

لوکہ کہنہ برمہ راوسِ بوٗ کوہ ،، کہوٗژِ کہوٗژِ پکن گو شوٗر پاٹ
آشہ روٗست تراوت سار ٹاہٹہ وسِ وسِ کہس کہسِ وستِ پوہ ،،
پانس پوٗشہ زان کالہ سی لوٗ گمت مہوہ جنجالہ سی
ہمارہ بدہ کرمو سوٗ تور نِوہ ،، ڈلوٗہٹن اک گو سانیا بہتِ
سہم آسنہ یندری جیت جنہٹہ موکٹہ اگنہ تیز وہ ،،
گژہ ژرمہ درسوٗ نال سرفہ ہار کلہ کہپرن نہ کہنہ تہ شماٗ ر
ژنہ ٹار کہنہ نکہ وار وہ ،، مرت زن پادن ترورت مٹھسِ
شیوہ شیوہ زلوہ پٹ ہرت مٹھس ویسرہ آو پت پت سوٗ گوہ ،،
تھرہ تھرہ ژابہ تستہ پیو پتھر پتھرن پیٹ تراوت سوٗ تھر
فیشان اوٗٹ تہ ژاپان زلوہ ،، گوسان ڈلیشت تہ تھد و تھان
واتت سماوہ منز پیوس دتھان تھانہ نشہ تھاندار کرژہ پیو ،،
ڈلوٗہٹون برہمنس غش گمت پیوٗمت پتھر وارہ آرہ گٹ
دمہ دمہ کن تہ مدمت سوٗ فیسوہ ،، گوٗسان دلِسٗ زان روٗست
اک کوہ بوٗر یتہ کہنہ لوسٗت آشہ سیدت گنٹہ گیہ گاشوہ ،،
مانشہ مانشہ کہنوی ژی گیاہ گوی کوٗنہ کہنہ منٹوی ژی
جنگلس منز پراہ گوٗیہ کوہ ،، شوٗرہ تہ باژ تہ کیاہ کرنی
لوٗزت مرن چانہ مرہ نے سوٗل چھی تہ ژل تلتہ پلوہ ،،
بژہ تیرہ منز چھوینہ نارہ فاہ گیانہ رستہ پانیانہ گویہ راہ
برہمنس کنن گو یہ کرو کرہ وہ ،، اچھہ وسراوت اوس اوچہان
جو گیاہ تہ ڈلیشت ضعیف گژان منہ کنہ کوٗگ کرنہ شیوہ شیوہ ،،
گوٗسان سرپلو ڈلمتوی بوچھنس چھوہ برہمن ڈلمتوٗی

پُمہ ژہ لس جوگ آکھہ یُت کوہ 〃 کمِ اَن ہت ہاُونی یہ وت

کمہ کتھ ژنڈنہ چھوک پربت بُوزِت برہمنس آیہ زیوہ 〃

کُل گوتُر ورن آشرم پنُن چھینہ کسا ہیمالہ کھوتہ پرن

پثر پثر وارہ تاہ ونان گوہ 〃 ہُت لس زنمہ بُومہ سان ونُن

ونہ لس شنچہ ہیمالہ پربتِن ژاران لس کیاہ آس دیوہ 〃

ژارہ لس تی کیاہ بُوسوزہس سُو پات برتھا اُوچھہ لس

ژارتِ زگہِ رازہ پُترہ 〃 لیس ہیوتہ بیا کھاہ آسہ نہ

کرمہ لوُن بدہ زہ کھون کاسہ نہ درمہ پوُ ژہ نتہ ہرت دراس توہ 〃

ژایہ پاٹ رازہ کوُرہ ونہ تم کیلاسہ پربت تلُ قدم

تتِ ہیون مختہ ہارہ مولوہ 〃 توہ رُوستوی گژھن چھوی تھکُن

آشو ہیون تت نہ ہت تم ہکن موکھہ دراسویتہ مختہ ڈیروہ 〃

ہکہ ما بُویت تھکن تت تھکت یکن آسوُم تہ سالس تھکت

زلیوُٹ منزل مہ کرلیوُٹ کوُت پوہ 〃 نمہ تھکہ نوُک چھمنہ نیب یوان

کرہ کیاہ چارہ چھوس ٹیب ہوان ساسہ منزہ اکھہ نشانہ کت تہ کوہ 〃

ژہ شیوا کیا یت ولنہ کھون پیہ یہ اوُن یت نس ملس سکھون

آس کتہ کُت مہ واتنُ پوہ 〃 انہ گٹہ لان انتہ ودل

بوزون سنزوت گیمہ بدل ریوہ دبہ لانس کتہ ریوہ 〃

ژارنہ کیاہ دراس کیاہ وچھم اُونہ کیاہ کوُتاہ اوُچھن مہ چھوُم

رازہ دارکتِ تہ کتہ ژارو 〃 کرلس تان گوسان ونِت

ساسہ رنگہ رازہ نہا دتم منت مئی کُن کرتہ کینسہ پیروہ 〃

رازہ کوُرہ ونتہ ہیوُن یُت پرِیس میان کت زمہ ہرت زور دیس

ہٹہ ہتہ ژہ تہ سُو تہ بوزہ دیوہ
آسہ نی ژہ تہ نترہ پوترہ گاشہ
سم سُت وُن چھوہ برہمن پنُن
سمسارہ منز کم زہ کیاہ بنِوہ
بوزہ نادنک تہ مہ ادہ کنہہ ڈول
یُیِ ژہ ونہ ہک تہ تی بوزہ نی
بوزہ نی زہ تان کتھہ جان پَوہ
ماروتہ اوُچھتہ اَدہ ما ایرک
برہمنن دپنس زہ چھا ہشر
کتہ دلو رتہ کتہ ہیو لَوہ
تُوشہ چھہ تس دیوہ تازہ کیت
پتہ سیت چھہ روُپہ کای چندرمہ
ینہ واکھہ کہتہ آی زبوہ
رازہ کوُرہ شوبیا ژہ ہیو گوسان
شیش تہ سورس بلبل چھاہ
نارس تہ یانس وآٹ گوہ
کت یانہ وان چان میان کیاہ
ونہ لس گوسان چھوک ازان
گنڈہ گنڈہ کرمشر چھہ کرموہ
ینہ تراونس کھوچہ منہ
سوُرس تہ آینس چھو وارہ میل

کُن تہ کیول چاآن رُوز مہ آتش
پاتھم نہ مُول ماآج تہ باندوہ
دلیشہ ارپن بہ کام کرتہ ادُن
،، رازہ کوُرہ ہُندوی ماج تہ مُول
کوُنہ دوہہ پلزُی بُوتہ دیوہ
کن کتھن دارت تہ روزہ نی
،، کرمہ لوُن فیرہ ماژی فیرک
فیرہ ہک نہ پربتو تہ بالوہ
دلیشت ژہ رازہ کورگژہ شر
،، روُشن سُو پوشہ کی مشکہ سیت
یندرانیہ وزہ ییندروہ
سریس تہ توہ تیزہ گوہ برہمہ
،، پرٔ کت گوسانہ کم زہ مان
مندلس پٹ چھُوینہ پلوہ
تیل نیرہ کنہ منزہ تیل چھاہ
،، مانن نہ رازہ ران ٹھان کیاہ
السں تہ ماجہ اختیار گوہ
وارہ تاہ زانمژ چھو کنہ پراتان
،، بشش بُود مولاگ برہمنر
کرہمہ لیکھا تہ کرزہ فیروہ
پانہ وان تمہ نی پران خیل

ناره نشہ پوٗن اوٗتپت گوه ،، دُپہ لسّ گوسان کرمن

کت بوٗز میاں بیت تہ چھا بنن رازہ کوٗہار فیرو توه ،،

یژ کتھا گژه یدُ زہ تت شہار پیه ہی مہ تہ ژه تہ یُمی لار

ژه کنوی تہ مہ چھہ بند باندوه ،، کوٗپیاو بوٗزت یژ گوسان

کوه موکہ لاویت گژه یان آکاش تہ اوٗده ناوه واوه ،،

شینہ نونہ ہٹہ آوشین گرکی پران وِرای برہمنس کوک گرکے

گاشہ نی ڈُل سوا نہ گیسٹوه پوٗن آدتت ڈون زه کوه وہتے

پرتھویہ زوٗن اوٗن تہ کہون پرتھے بیہ زه لاگ واده لوکہ پالوه ،،

دوٗنہ ہندوه وآت گگنہ منڈل برہمنس وِنہ نک روٗد نہ بل

گیہ تس ہیره ژسی منز زیوه ،، موڈس بوزن زندی مرن

سمرن ناو پرمیشرن اندری گولتس شیوه شیوه ،،

جوگ ووٗت زه برہمنس زو کدس یوگہ مایا بہ سمیوگ کڈس

پرمگت پراوه ناوُن توه ،، بنگہ ڈیس اوسس برونہٹہ کنی

لوٗگ وگنہ برہمنس ہنہ ہنی لوژه راوُن اتھہ کہوٗروه ،،

پیہ پایس نہ دیوه بوٗزه ہمی دپہ کت چال ہمہ بوٗز ہہ

کہوشنہ لس ژوک تہ بیہ داره لوه ،، ژہیت یتہ پاٹھن دولس

زیو ہمت ژوٹراوه برہمنس گرمیاو اندره نبره نرموه ،،

زانن اون دیم نہ مرنے زنده چھوس یم اوچھان بو مرنے

کالہ چلہ کمہ ژلہ موکلوه ،، دُپہ لس جوگہ کیاه نشہ کہتوی

چھوکہ لدکرتھس بوتھکہ متوی چھژه داره ہند چھوینہ عار کوه ،،

نانم چال کت نالہ پیٹ اوه کہوتہ کیاه کہسی ژه شوده ٹیٹ

بیُٔ ژٕہ دیہم تی کرٕدہ ،، کھٕنتہٕ واتسہٕ گوم بیُت حال
زانمک ژٕہ شیوتہٕ پربت شوال موکھہٕ چانہٕ موکھت آس زٕہ پراوٕوہ
یدُوی زانمُ مہ مارہ ہم مارہ نٔے گوسانہٕ تارہ ہم
مرہ یدُ اتھہ چانہٕ کھنتہٕ زٕوہ ،، سمیس بیندری بدُ سمیس
ژمہ آسس واد آدنم ژمیس توتہٕ تس گژھ آیس زلوہ
پرہ لُس لُوگ سُو توہ رازہ تُوتر شو دُسرت ویشالہ نہتر
پوُز کرہ ہس بُوُ یلہ پتروہ ،، اُوچھنس بکھنتہٕ یاوہ نایہ سیت
برہمنس وید بودُ آیہ سیت پریمہ پرکاسہ شبدہ پرلوہ
گوسان سہنوشتٹ برہمنس کرٕہ پورشات پوُشٹ برہمنس
یوہ دُوکھہ شوکھہ پراوہ انبوہ ،، موکھہ لادہ ہی تستہ پیوس ژلس
میاُن کام کرہ نٔے چھہ اُونتس دُوپہ نس تہدوت ژہ باندوہ
جُوگہ دُپنس مہ گرہ واتہ ناو توہ تس وگلاو پرکرتہ سُوباوُ
کھنتہ منزہ وتر پیٹھ مہ واو بیوہ ،، دبکھنم نہ شورنہ پاژد ہہ کھنم
پروست شرادہ دوہ لیسکھنم کریہ ماسہ وارہ کرنم توہ
دُپنس دم دی ژہ غم مہ بر اُون دُچھک بیہ بائی ٹاٹھہ ٹبر
موکھہ لادت ژہ بندرہ باندوہ ،، کرُتھم ژہ اُوپہ کاریُت پنزی
ہندہ چھنہ لگمُت چھوس لزی پنزہ ہی ژہ تہ میون مٹہ میوہ
پاتھم نہ کھنہ چھوس ونگ انات سُورہ ساسہ رُوستوی نہ کھنہ لسات
اتھہ ونہ نکھہ رسہ نہ کھنتوہ ،، نیرہ پوژہ ژنہ پانسہ مرسیت
آسہ ہم کتہ نتُ یہاں ہیبہ کت سُونہ کھونہ یتہ ژنہ مُول پلوہ
برہمنن ژونُن نہ ژنہ گیاہ نہنہ آد دُپنم نہتہ گیاہ

مرمہ برہم ژنو تہ دیارہ 〃 لوی پان ژہرہت واتنا
زندگی پراوہ ہاک دوہا پانہ وان درشن تہ کرہ 〃
یتہ تھہ بکہہ بوزہ کو تھی تھوجن تہ لزہ نس ژنہ دیانہ چی
زارہ پارہ رخصت کران ستھوہ 〃 چھونہ کنہ شین شان تہ واو ولس
لاین مارن ودن تہ اسن گرہ کرناد برہمنس کنن گوہ 〃
درشہ تل آونس دیشس پنن دیشہ کالن ہاو دیشس پنن
ژردنن تہ مندہ چھان ژلوہ 〃 ژنہ تراوت ژربن اوچھن نہ پت
ژنہ ہرت دپن آو پردہست گرہ دوت گلمت نہ سو فکروہ 〃
شرہ ادن گرہ گرہ ونہ کیاہ سوپنا ڈلیہ ٹھم تہ ونہ کیاہ
رانہ کرس نہ مہارنہ کرس گوہ 〃 آسہ ما پننہ کتھا مہ لزہ ہورم
یت ییم گوسان لیہ لورم سنزہ کہتہ پننہ کہتہ لزوہ 〃
ونہ کہی گوسان سورلت تم دپن رژہ رودمت ژلت
رانہ جوگن سیت نہ پزوہ 〃 یت اوچھم تت ونک بومانہ نی
مانن بہ کت پوزی زانہ نی بوز ولیشہ تس رہ یی پرمان گوہ 〃
رازہ رازن سیت پزن نوبت دیک دن تہ رات وزن
رازہ وار تتہ نہ گونہ اوچھوہ 〃 کیلاسہ پربتہ نوی پوتھر
چھس نتھر زن پموشہ پتر دیونہ لانہ بنہ تی پتھو دیوہ 〃
تام گوم ہوکہہ جار پنہ نوی شرپہ اون چھوم تمن یہ ونہ نوی
تل بوز زہ بلہ لگہ باروہ 〃 تان ونن بکہہ بوزہ کو تھی
نیرت سونہ وابنا ژچی ژہہ ٹتس وارہ سونہ ژین پوہ 〃

ژن گیس سُوبنہ وادہ نار پیوس — وارد کو انم آوارہ گوس
ژنہ سُن کتہ سنہ سنوہ ،، — افسوس کہت تہ لُوگ سُو تہار نی
ونہ ونہ نیر ہے ژارہ نے — ہڈہ نم لوک دیوانہ گوہ
سُر سُر اوُش تراون سو رُود — تی ژالت تہ گالت کرُود
رازہ دار و آت زن پور دوہ ،، — ڈیشت رازہ زان پیس پرن
زن تہ درشس ذتُک ایشرن — درشنہ کوی درشن پوہ
برہمہت برہمن چھوی ونان — نیر من کوُر ساَن چھہ باگہ وان
رازہ داراہ بڈہ باگہ پھوہ ،، — رازہ پوُترس تہ کہُنہ نہ مُولہ ون
ہارہ سانہ طوطہ زن سُو بولہ وُن — مندن چھان توہ تیزہ سیت گروہ
اوُچھمت نہ پھوم نہ گومت کنن — تلہ ننہ یلہ یہ کت آسہ ننن
تُوتہ نُس کژ بُوکتہ انہ زیوہ ،، — پرالبد بُوز تو کت چھہ مُول
بڈگت چھہ کرہ نی کت قبول — کت گیاہ چھہ دیہ گت اندہ پھوہ
برہمن کت تمن زہ فکرہ ژان — ہرشس یژ آیہ رازہ راَت
اوُن واتہ ہی میون وندوہ ،، — کرہ واتہ پوزالس کرو
مُوکھہ تُندی رستہ سُوکھہ برو — سُوکھہ مُوکھہ درشنہ کروہ
رُوزمژ نہ فرصت پرارہ پنچ — دن تہ رات نزہ پران کہارہ پنچ
کرسنہ درشن اوُ چھوہ ،، — تنہ منہ نُورکُن کُل گیک
توہ دہیانہ بوُد نرمل گیک — مونگمت یی تی سُوفل گوہ
سرہ نُس یئ رُود رات دوہ — فہاگن ییہ سُورہ ماگھہ پوہ
سونت زن ہردئ فلوہ ،، — کیونژہ کال گو تہ زان برہمن

میان اپز آسہ اُون پتو نن ونہ نم ونمتس ہشرنہ کوہ ،،

کِتھ ونہ مژہ میانہ اپزے یل نن تل ننن بیمزئے

منزہ ہن تہ لزہ ناره وزوه ،، پوژره برہمنن لاج ژہھف

برہمنہ دِیُن لوکن ژہ دف تہ تہہ یاترایہ برہمنن گوه ،،

ست ژرت آننده ویگنانہ روه رسہ پورنہ پرم سدا شیوه

کیوٗنژ کال برہمن رُود کہڈت لُوز کیاه درایہ دیہ گت فٹت

دوہہ اکہ وُوت نارد جوٗہ ،، یادن پلیس کوٗرہس پرنام

پُوزایہ پالکُ سُو سالگرام پاده ارگھتہ سُرگہ پوٗ شوه ،،

ونہ نک شیچہ پت کالہ پچی پان زالہ نیچ تہ جنجالہ پچی

چھہ ستی پاروتی ہوی سُو شیوه ،، چھاگنہ گٹہ پچھہ ترواه تت

رازه کوره آشو بیہ ینہ ڈول ہت کہاندرک سنز منز کونہ چھوه ،،

رازه ران پتہ لک ہرشنی درشنہ کُوی گومہ درشنی

ریش گونہ برہمنس چھوه ژراڈوه ،، گور گو کور برہمنہ ونک

پتہار ژارت گارت انک سنز تہ سامانہ لس زه پرژوه ،،

یژ چھنہ برہمنس کہنہ بوان لاگہم نونو کیاه ینہ دان

بیہ وان سو آشایہ سان گوه ،، پوزن تہ بوزن کھیاوهنس

برہمنس ٹاچھہ کھتہ یاوهنس بھگوان گور گور دین گوه ،،

ژنژ آشس ہرت سودراو بزنس لوگمُت سُو پزه تستہ لزه نس

لوکہ ہور پیرت تہ دوه دوه ،، نارد کیلاس کن پکان

گو ییتہ شیوه ناتھس مرکان آره گوٗت گومُت اُوپھن سُو شیوه

نیتہ نیم نرو کلفہ نیبت سماد — ناردن تمس تان ویدہ واد
مہارازہ وُزہ ناتہ وز ووہ — ست ژت آنند ویگنانہ روہ

## درگیت گفتن بہ شمبوناتھ از جانب نارد جی

مہارازہ میونوی ژی شیوہ — نرہ پان آلوی دم آلوہ ″
شیوجی بوُزت پرسند گو — کہاندرس آرزو مند گو
گارنہ لوُگ بند تہ باندوہ ″ — کیلاسہ پربت آو بریت
بیرد بتال تہ شیوہ دیت — بارغ فل پوشہ رستہ پوشوہ ″
برہما جوس آیہ پوترہ زاری — لچھمیہ لاج یزمن بای
ژوپانہ پران آس شیوہ شیوہ ″ — شرن آی وادہ لوکپال تتوی
بیندر اوس نندرہ اودرہ ناومتوی — اک اکس سیت سیت یکوہ ″
گنگا آیہ کنہ شران کرس — سونت آو پمپوشس وتھرس
پانہ وان اتھہ واس کروہ ″ — مانز بلہ پادن اوزہ ملن
زگن کوملن چہس ملن — یوگنہ ونہ وان وتوہ ″
بڑتہ ژوڑ کیاہ سمیا وینہ وول — مہارازہ مدلنس نہ لاج تہ مال
مال سارہ نی سوئی بولوہ ″ — پکہ نیچ تہ ہکہ نیچ آیہ وار
بیتہ پتھہ نت تام لج سوار — جلدی رٹت آس جلوہ ″
دبہ دبہ بیو ہیمالہ پربتس — زلہ زلہ ژاو پرت پربتس
برونٹھ دراس مہارازہ اوچھوہ ″ — یتھو مہارازہ یار لگی
سوران چھنہ یتہ وول نگی — پمارہ لنس تہ اکس گتہ پوشوہ ″

پرمانند اوسس یُی ونان | تان کیاہ چھہ دیہ گت بنان

یمہ درشنہ ڈیوٹھک سو شیوہ ،، | ملمُت ڈیوٹھیہ ہند ببوُت

بست بست کھورہ ون پرت بوت | ڈیشت ڈل اوچھون پوہ ،،

یُت یمہ وال تہ مہارازہ کیتھوی | کہاندرسس شوبہ ہی یتھس یتھوی

کس اوچھو تہ کس دنہ ناوہ ،، | چھوسنہ سرمہ چشمن منز نمن

ساسہ وینس لوہ آد دریشٹ ممن | مہارازہ کیتہ لس زہ نموہ ،،

جوگ زن سو یوگن یمہ منتوی | مہارازہ تتہ دنہ آمتوی

مُت اوچھت استہ مازہ منتو ،، | نگر اوسس سالہ ونہ آمتوی

ڈیوٹھک مہارازہ دارہ چھتوی | اودوہ دیان زہ دودہ ،،

ہیرہ یونہ سرپوہ نال دلت | اتھہ کپال کپال دلت

جولہ جیلہ چولہ پلوہ ،، | آشچرسس زانہ لس معتی کیاہ

زانہ لسنہ یس نہ تس مانہ کیاہ | منزہ چھان دندس تل ہت زلوہ ،،

چانہ وہنتہ ہنز کینسہ چھا خبر | سامانہ کھونہ چان موکھہ زبر

بب اونمرت چھوہی ژہ ببوہ ،، | دلیشت نہ دیش لوگ کھوژہ نے

کینژا تت لگنہ روزہ نی | مینا وت آیہ ہت دوہ ،،

سنموکھہ مہارازس سو روز | چھو ژہ کت بیہ لوہ برونٹ کت ژہ لوز

وٹہمت دارہ چھنتہ سے لوہ ،، | پرارہ لس یزہ ہی کینژ کال

اونہ چھی فتہ دن گونزہ وال | بوجرس یوت سانگ چھوبہ کوہ ،،

ذنمرن رنمرت تہ رادہ نم | کھتہ والہ روست چھو کھتہ کم کھنم

سالہ سیدت سمسارہ سالوہ | نزہ پان آلوی دم آلوہ

بوزت تی وارہ رودکس
لس دِینہ درشن نہ ادہ کس

بہکتہ کن مہوکت لب زہ بہکنوہ ،
جولہ منزہ بالک زہ نن کڈن

بوچھہ ہت تہ ریشہ ودہ وِن کڈن
دُپہ ناک ونزلن کہتہ چھوہ ،

زِی زن چھہ سالہ مہ نیلش
اِک کمار جی بیہ شری گنیش

بوچھہ متہ نی بوچھہ کاسوہ ،
انمت تہ رُمت بہ سال اوُس

بالکو کہوتہ ژوژ رُودک بوُس
بڈہ بڈہ دیوان بُوچھہ باروہ ،

تریشہ تریشہ کرہ ون بوچھہ بوچھے
للہ وان تہ سُلہ وان ہت کوچھے

شرنن تی ہیمالن آی توہ ،
بالک تہ کہت تہ ایوان چھنہ ٹھٹ

گراوہ گراوہ پانہ وان سان مرٹ
سالمن اوُن کیا زہ سالوہ

وس وس اَس اَس بنہ پیئے
اِک اکس پٹ سبہ پیئے

کُونہ آسان تہ کُونہ دیان دووہ ،
رازہ کورہ تان ماجہ ناد دتن

اُدپہ دیش یئی لس یاد دتُن
انوگرہ ونس آنہ بوہ ،

ہت ادچھہ تاج بوزکت مہ ہت
ہوش کریئت نہ رُوزہ پت بہ کت

رُوشہ پاٹ لس پوش لاگوہ ،
پران چھم ہان چھمنہ تی ژلان

ژینہ می اُون آسم ژلان
ادہ کہتہ کُنہ کُنہ پلوُشوہ ،

وار چھمنہ ماج کت مہ تراو
گاش آم بیہ می مہ انہ راو

گٹہ منزہ پانہ یئیہ رسریہ پہروہ ،
یان دنہ نن تان چھمنہ ہاژ

صاف آئینس می زہ رفتہ کاژ
کاژہ زون زن گجس بوُ کاژوہ ،

ہاژہ ادہ موکہ لنہ گاژہ لد
یا ژہ نا آژہ کرآس مہ ود

دنہ ناوسیت ہت ژہ ادوموہ ،
بوزُت یئی مینا ونی

زانن یہ ونہنس پارہ وتی ‎ ‎لولہ یاژرہ نایہ لج تہ ڈج پوہ ،،
رسہ رسہ ساول چھینہ دنہ وان ‎ ‎سرہ ستی لائینس کنہ دان
سوٚی شیوہ پرکٹ استہ ولوہ ،، ‎ ‎ناوت مہ تہاوٚ می پارہ وتی
ناوت مہ تہاوٚ می پارہ وتی ‎ ‎بسمہ انگہ سانگہ کوہ پھی چھتی
سو درشنہ چانہ ہر شیوہ ،، ‎ ‎ست ژرت آنند وگیانہ روہ
رسہ پورنہ پرم سدا شیوہ ‎ ‎ست ژرت آنند وگیانہ روہ ،،
سندر موکھہ ژہ گندرو ماو ‎ ‎چھاوٚ آو لولہ اسہ اون مہ چھاوٚ
گنڈہ گاشس گاشرہ گاشوہ ‎ ‎ست ژرت آنندہ وگیانہ روہ

# لیلای قبیلہ پاروتی ماتاجی

درشنہ ترتھہ یان نادوہ ‎ ‎پرانیمت توہ نوودوہ
سوٚرہ مُرت تان اُچھن سوٚرہ منتوے ‎ ‎تمہ یوٚگہ مایا بہ پوٚرہ منتوے
گاشہ آسس پرمہ پرکاشوہ ،، ‎ ‎پوزہ موٚگ سالہ گرامسے
ڈیٹھون سوٚن گوٚک ترامسی ‎ ‎پارتہی آرتہی یہ پوز وہ ،،
ہیرُوہ مندرس منز دتھر دُس ‎ ‎بادہ نایہ پوشہ پوزا کردُس
گدہ ہس کنہٹتہ زنڈہ مالوہ ‎ ‎سندر موکھہ دیکاسس آو ،،
رازہ وچھنی ونواسس آو ‎ ‎وٚوگ ورنہ پمپوشہ پادوہ ،،
وادہ لگ کرہ نس دارہ پوٚزنہ ‎ ‎براندس آس دیان دارہ اوزر
پوشہ مالہ پیرت داروٚہ ‎ ‎ینہ وٚول یت تہ ترچ گن ڈکس ،،
مہارازہ مہارنہ اُون تہکس ‎ ‎دوشہ وٚن ونہ ونہ شوٚ بوہ ،،

پرمانندہ ونتہ چھوی پرمان — دیوبتہ دیوتا چھی سمان
ارزن چھوی ژہ دیوی تہ شیوہ ،، — کہت چھت سارگی وترن
لگہ نس پٹ بیٹ برہمن — بوز پروان تہ پربرت ویدوہ
لگن اوس اردہ راترہ اودیس — پرزہ ناو تم آبہ بودیس
ترپت گی ریشن منی تہ بیرہ ،، — برہمن ویدہ وانی ونن
سالرن تہ تی سارنی کنن — پوز دین گنیشہ پوز پوزوہ
بوزت تہ برہمن بای آئی — پوہ بہ مہارن بوزہ نای
ونہ وان آشہ پوشہ لولوہ ،، — وانتن پوشمت بیندرہ کوک
سرہ منڈل منڈول کردک — رازہ ہیمالیہ گرہ تووہ
پرمانندہ بوزت ژہ ونہ — گندرب گیونس کیاہ چھوہ سوز
انہ کتہ تت ونہ نس بوزیوہ ،، — پرانیمت تووہ نووہ

---

# لیلای میناوتی لسوی سری شیرہ جی مہاراج

---

نژن وژن ون میناوتی ئی — ستی شیوہ جی ورہ نی اوی
پارہ وتی ئی شیوہ جی ورنی اوی — ژندرہ کلا چھس شوبہ ون مہنس
اتھس کپالہ تہ ترشیلہ ہیت — برشہ آنہ لیمہ انگ چھس چھتے
ستہ ست برہماتہ وشن تہ ریشی — ویشہ کا رستوی تہ رشہ ترادت
کمارتہ گنیش جولہ لولہ ہتئی — سیمہ ژم رجھتر تہ نال سرپہ مالے
روزت مگن پاٹھ ویگنہ ہزنارہ — یمہ کنگا تہ تم گیمت پتلے
اگون چھوہ لولوک سو فرمانائی — دوگون چھو پریموک وزہ نس سرہ

لگنہ پتھ وتہ اون ژاکتئ — زنمہ زنمہ آسہ اون آستہ اپاسک
داس اوداس کوہ روزن تہ کیاہ — گرہ گرہ زند گیمت موہمت ئسی
آتش گژہ سوپیل یژہ پریمہ ستئے — کیبت تنہ پژ پانہ آمرت تر گے
نو نو پراو پراو یم پرون دتنے — ونن چھوہ بنن نہ ملن وادی
سنن چھوہ جگرس لولک کان — تتہ ہمنہ نتہ تنہ تتہ گیمتئے
پرمانند رُوز ساد دان. لُوزنت — شیبو بھکت موکہت کرو ئین بخشس
پژوتہ نُوسیبت واہ ماسئے — پرہ بات قل تہ سکھرت درائے
کیلاسہ پربت کُن گیائے — ماتا پاروتی بہت شیوہ
دپہ کیاہ لُو کمہ اولاستئے — پتہ پتہ پوفہ تی ماستئے
رازہ سادنی پادن پلوہ — چھیژہ تت درشنئے
زنتہ امرتہ درشنئے — لولہ سیبت پتہ پتہ ہت دوہ
تُت لُول ما پتہ ونہ نس — چھاڈہ لُوتی پنہ نس ملنس
لُولہ باغکی پُوشن پراووہ — لُولی چھوہ اور یور مولہ ولن
لُولی چھوہ اور یور للہ وُلن — لُولہ سیبت سُوی لول لوللہ وہ
لُولہ سیبت میلان اک اکس — لُولہ ستی سارو نہ وآن چھس
لُولی چھوہ اور یور ژاروہ — کنہ چھُونہ لولہ رست آسہ ون
لُولی چھوہ سارو پادکاسہ وُن — لولہ کی گاشہ گٹہ کاسوہ
ست چت آنندہ ویگنانہ روہ — لولہ یوز اولہ اون یوونے
لُولی چھوی ژوداہ یُوہ نی — شولُون چھوہ سارُوی لولوہ
لُولہ سیبت اُولہ ستہ آنہ زگ — لُولہ سیبت چھہم برت پی تہ زگ

لوله پرمانند ه پراووه　　ست ژرت آنند وگیانہ روه
رسہ پورنہ پرم سدا شیوه　　ستتیُ شیوه جی ورنی اوی

# در تمہید قصہ شیوری

بوزُ مراسی ژہ شیوری　　ونواسہ رامہ نام تہ پرُسے
ریشن بابے لاگت سو وده داد　　تتہ ریشن گوسُو دیہ سٹھاه
تتپسیا کریژ کال تمی　　ونواسس دوُہہ دوُہہ کیاه سمہی
یانہ وان نندا تس کرن　　ناوُ سره نستہ آسک کھرن
تمہ نندایہ تسنہ ایمان　　بوزُ بوُزہ پانس سوتھ کرآن
زانہ ہی نہ پانھ پوُزہ نتہ نیم　　دین سره ون کیاه سہ یتم
دوہہ جنگلس فل ژاره ہے　　نادان پاٹ رام گاره ہی
یئہ نالبہ میانہ وُسرے　　ڈیره میانس ڈیرس کرسے
ژار ژار ژہہ ژہہ فل تھون　　دوُہہ دوُہہ ژہنڈت سارون
میٹ یم تم تہا ون ژہت　　واره پاٹ ہاٹھس کت ریہت
بیت تت بوُزہ بوُز ریش آسان　　تت ونن بیت زه چھوک پاف کھسان
ڈیره تت ڈیره آس یاره بل　　تالاب زل تمن تہ ہرُمل
لگہ مت تت چھوه تلسی　　ستی بنہ سارن زلسی
دیہ لانہ بیت پیو ونہ واس　　رامہ جیوس تت پتہ آس
ڈیره تم نسندی گره کرُ　　یمہ دن ترات سُوی دھیان برُ
ریش آس نُونہ نستہ پُوزه نس　　سانوُی ییہ کھنہ کینسہ سیلتن وروُد

بیتھہ ننتھہ مختصر تنت زِہ رُود
گوڈہ یلہ وانُس یم سندری
پتھ رہنس رامہ جوادُس تمن
کیا ریشو سُوکھہ سان آٹ چھوا
توہ چھوہ زہنس باگوان
پرمانندہ چھُوہ سُوکھہ سان
زانہ وِن ریشس رامہ جوس آس
سُوِن دُلہ پادن میٹ دموسے
یعنی چانہ دیایہ مختصر
سُوی اُوت دُوکھہ آمرت کھسُن
بیہ چھہ کھنتہ فکراہ ملس
اند وند تیتہ کیونژ کال گو
رامہ جون دُپنک پرُون دُنن
سورہ پادو تھندہ سوُرہ اُوپاد
ژرُ نووُک پنن پنہ نوی
توہ سیدت تنت زلس مل ژلی
ریشس پادن چھوہ پڑ مہا
درشُن کرت تہ بوزت گئی
وارہ یاہ اُدپای کیاہ کریاک
سی گیہ زیادہ زیادہ وان

چھُو منہ کُنہ کینہ سیتن درُود
توُہ کُن کیاہ چھُوس اھسندوی
درشنچ کانکھیا آس تمن
زگہ روگس ونکُ تنت دوا
دن رات سرہ ون سُو بھگوان
زن تمن سُو بھگوان سانِ ہوان
بھگوان برہس پریمہ کھاس
پریمہ برمتِ چان پریم بردی
سوکھہ آسنہ سبہ برمت سر
تربشہ تریشہ کیا ونوی کوت کھٹن
ونُن اوس یی کیاہ زنار دنس
نرمل زلس بیت حال گو
تیہ ریشس یم چھہ بٹیمت ونن
بوزمت آسہ توہہ تی سواد
پنہ بن کھون گژہ زہنہ نوی
تیہ ریشن تہ سُوی کل ژلی
توہ سیدت ل زلس ژہ ما
شیرِ ژس نگ زانک آسری
پادہ چھل چھل تالابہ بریاک
داد فریاد بیہ آی دیوان

بھگوانہ نرمل گوُنہ زل
کرہ اوُن رام کامیابہ سد
پاد میان چل تہ ژلہ نا
یہی آس کانچھون تپہ ریشس
یتہ گئ ساوِدان پاٹھ پرستد
یُت اوُس توہ کھوتہ گہلو
دین آہی یتہ لین رام جوس
یُت کٹھن پاف کیاہ شاف کیاہ
فکرن رامہ جو گوُ منتوُ ہی
یتہ کال دُپنک زِہ ہو کلیو
تی زل دِلوہ کاسہ مل زلس
یُس گوپت چھوہ بابا ہت چھت
ہو کہہ لاوہ کیاہ سُوی یس نہ تس
یت کیاہ نہ تت کیاہ کوہ پوُژ
یہی تس کرون آہ تی کرن
سبوری ماتایہ پاد چھلک
سُوی زل چھلہ نس سرہ نی
ہما زانک نہ بن یہی
وبہ تس اگنیانہ سیت گیاک
سُی گلکُ نہ من نرمل بنیوک

زانونہ کرمہ لیکھای ژل
تپہ ریشن ونن بیاک وید
وِیاد اُپاد یتہ زِہ گلہ نا
زانوکُ یوہ سیت ژلہ لیش
وُندہ نیشہ تراویت سار دُند
آمہ نُشس تہ ناو تمن شہلو
ہی رامہ جیو کہنہ سان وِس
ژلہ کہنتہ یت سنتاف کیاہ
زن تہ اُوپایس پیو منتوُ ہی
سیوریہ دُوشہ دی پاد پھلو
آیہ ژار چھوہ الیشرس نرملس
ساری تسندُوی نام زیپت
ہوکہہ چھوُہ سارُوی تسند ونزہ کسر
ون زن کوُمال چھوہ توہ پوُژ
یُس یت پزہ تس سُوی وزن
منہ نُشہ بیہ ایمان گلک
شُرگہ لوُک بیہ پھنہ سرہ نی
پانہ وان ایکہ وٹن سمی
توہ فل مت یت پیاگ
زل تہ نرمل تتھوی کیاہ گیوک

من چھوی اوشٹان سارہ کوٗی من خارہ کوٗی ویژارہ تارکوٗی

منہ نیشہ ادہ ییس زہ لوٗل اوٗزی منہ سی نشہ مکھول اوٗزی

من چھوہ پراوان نروان چھوہ من ژرم ژرم منہ سی چھوی ژمن

پوٗرشس پرکرتہ نیشہ زاو منہ سی پرورت تہ نرورت سوٗیاد

من آہنکار دار آدکار اوٗپہ کارہ روٗست رُوژ ادکار

بیہ تیپہ ریش ریش زہ آسن منہ رامہ جوتمن سوٗی زہ کاسن

پرمانندہ وارہ بوٗز تہ کت کت چھی پرمہ آنندہ گت

سیوری گیہ تمہ بربہ ہرت یمہ ژہ شمشرہ آسہ پربہ مرت

ژسچہ یعنی اجہ گیمژی ہجہ کجہ یمہ پتھر پیمژی

لوٗس یمرج چھنہ ہاژہ لوٗس نہ ابینہ اک تہ بیاک کاژہ

آئینہ کھوتہ تہ تس چھو سینہ صاف من تراوت کالہ ویشہ صاف

بوچھہ ہت زن سوزنہ زنمکوی سادکہ کرتمن سہاہ تہکوی

ریش آس وچھنس رسہ روٗست فلیشل گیمت تہ گیہ فربیت

موٗیہ موٗیہ ڈلیشن موٗیہ موٗیہ نوہ زندہ گیہ ہندہ اوٗدیہ

ہیٔ کوٗ لول تینہ موٗل کوٗنہ پراوہ ماسنہ ہم نہ بول کوٗنہ

اشراد اورنس زہ فل چھونہ زل آشری نہ نرمل چھنہ

ہت روٗزہ یاکن پانہ روٗزہ سوٗی دارہ کت بوٗزہ لیٔس بوٗزہ سوٗی

پتہ چھم ایکادشہ کندہ سچے پتہ چھم ونہ نچ وندہ سچے

ہی شیوہ تمی کرتم سوٗفل یوہ روٗزہ ہاژی پادن تل

دن رات چونوی دھیان ہرت نتہ کیاہ ارزم مہ ماجہ زرت

برم شوُر تہٕ باڑ پاہتم نہ کہوُن    پاہتمنہ کہوُن بیہ سالہم کہون
بجہ شردایہ شود شانت پاٹ    ہٹاہٹھ قل گہہ ٹاہٹہ کہتنہ پاٹ
لول لیتہ تس کرمہ لون مول    ایدرس نہ ژہٹ نہ سوریم تہٕ لول

**آشہ چانہ برتل آسہ اناتھ**
**داس کوہ چھوُس اُوداسہ اناتھ**

تریہ تاپہ ہوکمُت پرمُوک سرھ    ہتہ چھمنہ ژی وُین کہمنا دہہ
تریشہ ترلیشہ زنمہ زنمہ پیایسہ انات    ،، بندری ہند راوت چھم من
سندرت لولہ رہ چھمتہ زیون    دوُد مُت کہمہ کہکاسہ انات
ہونن اتھہ پیومت شال زن    ہاڑہ سیت روُدم نہ نم تر نیال زن
کالہ گوہ سہہ سندہ تراسہ انات    ،، ساس کرُوہہ ژانڈت تہٕ آشاوان
اتھہ چون یوُر فیر فیر یوان    لبہ توہ دیوہ برنیاسہ انات
ہوُش لوُوسیراومت روشن چھوے    وِنہ کیاہ حال یانہ روشن چھوُ ی
پیومت چانہ عام خاصہ انات    ،، پنزہ ئُسی تہٕ تی کرہ ناونہ حی
زت زت متہ مرہ ناوتہ مے    پرمانند لوگہ ابیاسہ انات

**یم چانہ دیایہ روزت چھہ پراران**
**گاران چھوک شیوہ**

تن زہ گاران یم چھی گاران    گاران چُھک شیوہ
روگہ روست چھوہ یک یوگس کہاران    شمہ دم ادم یوُدہ یوُدہ
یوہ یوہ سرہ نشہ اپور تاران    نم چھہتہ اپور پپور لاران
پڑہ پڑہ چھوک آمرت تہوہ    یڑہ چھہتہ ڈلان ید چھوک ماران

ژی وین دلیوہ ہارس بم چھہ تاران     زانن نہ آد کیاہ تہ گوہ
گنجو کرنجلہ پون چھی ساران     ہوران تمن یمن ژہ داران
ڈلمت نہ آسان پلوہ     ہارن واتت چھہ ما ہاران
پرمانندہ لوزہ آس ویستاران     برہما تہ گو گیشوہ
یہوی شیوتی یہوی ناران     گاران پھوک شیوہ

---

برہمنس سوان تہ مختہ دکھتا     ذرہ ہس وارہ بکھیاہ
تہکہ ناسو پزہ پرژہ پزوہ     ست چت آنندہ ویگیانہ روہ
پوروہت تہ منزم یار تہ اوس     پانی سو اور بیہ لور تہ اوس
دوی کتہ اوٹ لتس دراو توہ     ست چت آنند ویگیانہ روہ
یت پرسند پزہ ہی تت کروک     دوشہ وی دنہ دیارو برک
مختو تہ لعلو تہ رتنوہ     بیہ کنہ روژ اسنہ برہمنس
تئی دتوک یئی روژاس لتس     یا متی ساگئی ونک توہ
دلیوہ تا شر دابہ فل دوان     لونن تئی یئی چھی وُوان
پرمانندہ توہ بیول وِوہ     ست چت آنندہ ویگیانہ روہ
رسہ پورنہ پرم سدا شیوہ     سیوہ ستنز توتا زانہ سوی شوہ
می ونم تہ تم ذرہ نم زلیوہ     لخمن تت پادن پیوہ
لولہ سیتن ہی مہ لیو کھم     ئیی کانچھم تہ تی لبم
زنجن شیوہ شیوہ کران چھوہ     ست چت آنندہ ویگیانہ روہ

---

امرہ پانو برم سمسار چھُوے — آدیو بنہ نوک تژی آدہ کار چھُوی

ہار ورِ سُتوی بوہ سرہ تار چھُوے — ست ویژار ست ویژار

ادانت شبدن منز اُدمکار چھُوے — زپہ نی منز ازپا زپ سار چھُوی

دھیانہ منزہ آتمک دِھیان شوبہ دار چھُوے — دارہ نایہ دار دارہ نایہ دار

برونٹھ پت پرار بدک ولوہ ہار چھُوے — پیت برونٹھ نیرہ لسنہ فیرہ لسنہ وار چھُوے

بای بند بب باج کُس تژہ درکار چھُوے — تژت کرُو یار تژت کرُو یار

پرادینہ مُور کھ بُوز ہُند لوکہ چار چھُوے — باوہ لس منز کامک اندہ کار چھُوے

بُو جرس نہ بکہ نک سند کلفہ بار چھُوے — کر تژہ ہیتہ کار کر تژہ ہیتہ کار

ہُو ہہ سندہ شُمہ کنہ بندری دار چھُوے — یم پار گئے تم اُوتار گے

دہ شمر آودہ خدمت گار چھی — کر تژہ دشہ ہار کر تژہ دشہ ہار

تبرہ ویراگک خاصہ سبزار چھُوے — لہہ کھی راگہ رُوست اوچھنس وار چھُوے

یشوہ شیوہ بولان پانہ آبشار چھُوے — شانت شالہ مار شانت شالہ مار

گوڈہ شروٹی بُوزن تژہ درکار چھُوے — توہ پتہ ادہ منگہ نک تژہ آدہ کار چھُوی

نت ادیاسن زین تورہ تیار چھُوے — ساکھیات کار ساکھیات کار

اتھہ آمت بھکت ہند مختہ ہار چھُوے — پالس نال تژہ ہتہ نوک اختیار چھُوے

کُس منع کران کُسند اقرار چھُوے — چھُوک تژہ مختار چھُوک تژہ مختار

کُس کار بار چھُوی کُس بیکار چھُوے — ناحق دیہہ درشنہ ہند اندہ کار چھُوی

من زین وبدچہ تژ بوہ اقرار چھُوے — صاحب کار صاحب کار

ہار بہ لاری نہ بدست خار چھے — آس وہرآوت نفس خار چھی

پرابدہ پھل سُورت پتہ لار چھی — گمرٹہ انوار گمرٹہ انوار

شکہتہ پاتکہ شہرک صوبدار چھوی
درم ارتھہ کام موکہہ دن اختیار چھوی

ہوی سرکار چھوی ہوی سروہ کار چھوی
کہ ژہ دربار کہ ژہ دربار

پرانند ناد دُنیا دار چھوے
لُوکن ہند ہیوُ ژتہ دلیوہ ہار چھوی

دلیوہ وُن پانی تربون سار چھوئے
سروہ ادہ کار سروہ آدہ کار

شیوہ پہ مہ شیوہ تربون سارو

شمبو ترنجن
تر آکارو

پانژن کارہ تن ہندژہ ستگور
ناد چون آسہ وُن گنگا در

ژوُن وبدن اندر اوُم کارو ،،
ترمل باوہ نایہ ہُند بانہ ویہ

مانن چھا مایا یہ ہُند سیر
شری چھا گنپت جی کمارُو

ستہ ادہ انتہ نیلشہ گومُت تار
ایکہ دنتہ نتہ ونتہ وبگنہ ہرتار

بکھتن ہندی رکھیا کارو
،، شامہ سندرہ رامہ روگہ نندی

ست گورہ پادن ژی پان وندے
سنمکھ ہر موکھ ہردُو دارُو ،،

برہمن یوُس زانہ سوی چھوہ برہمن
انتہ کرنہ پرادہ شوُد ستوگن

سوُی ترہ یمہ برمہ بازارو
،، سُرسُر پرپہ وبسرن زیلہ

مایا یہ آد بن گندرت دلیہ
ستگورہ انوگرہ سیت تارو ،،

گنیانہ سریہ اگنیانہ مکس تل
ترمہ تایہ رُوٹ مُت تل

کُھمُت وبگنیانہ چمکارو
،، ہوُممت وبیش آنندہ شوکھ

ژُونمت ست سنگ کیول دُوکھ
تیاگ کرمت چون ست ویژارو ،،

راگہ وبشس منز ژوہ ماہ اوُن
اکس بارہ سیت دوہ کہارہ اوُن

ژاروں ویشین وارہ وارہ " پزہ دربارہ نِشہ ہیموُت دُور
ویژارکہ سرکارک ژور دیہہ مان اُومان اندہ کارو
الیشر چھوہ پانے سروہ ویاپک کرمن ہنٔد سوُی پھلہ دایک
ستہ کِن پانہ سُوی کرتارو " دیوہ ہاربن ہُنہ چھوک بند
فل اہنکار تراوان اندہ وند کرمن ہنٔد کرو ویستارو
نارایِن ستگوُر زانُن ساآروُئی پرمہ آنند مانُن
گنیانہ ویگنیانہ کرہ دیوہ ہارو " سمدرشٹی ناوک رٹ ہوُل
سارنی ہند نارایِن اوُل ستہ کوُئی بیول دَو بختہ کارو
رام چھُہ اک تَے شیو بیاکھے کیول ست شئیدک واکھی
لچھہِ ناوہ لچھہِ بدہ پرکارو " رامہ لچمن ستگور نراین
ڈوٗٹھان باوہ سیت باوہ ناپن شیوہ نروان ساکھیات کارو
شمبو نرنجن نرآکارو

---

اوم نمو بھگوتی واسدیوائی

# رادھا سوئم ور

گُوکل ہرِ دِیئے ہیوُن تتِ چوِن گوروانہ
ژِرت وِہیرشہ دِفتمانہ بھگوانو

وِرژِ میانہِ گوُپیہ ژِئی پتہ لارانہ ، بنسری نادہ وادہ متانو
نشرِت ہس تہ ہوش ہشرِت پرتہ پانہ ، ژِرت وِہیرشہ دِفتمانہ بھگوانو
اتھ واس ژِئی سیت سیتن راس کھیلانہ ، وِیاس ناردُ تہ تتِ آسانو
داسہ باوہ رادھا کرشنہ کرشنہ زیانہ ،، دیوی تہ دیوتا سیو ژِئی کرانہ
بوہ سرہ تارِ توہ لبانو ، ربوان گیوان زِیو چھکنہ لوُسانہ ،،
آسوِن توسم مُوکھ چانِ فولانہ ، کستب نیرہ آس شھلانو
کُستبہ تروٹہ مالہ آسوئی پیرانہ ،، ماباوُ سیتن ژِرہ شایہ شایہ باسانہ
کابایہ منتر بن تہ روزانوُ ، سِری چھوُ آسنہ چھایا چھ باسانہ ،،
اُوم شبدہ گائیتری شخت چھُی زیانہ ، ہومہ یگینہ تیہ زپہ جگہ سانو
شمہ دمہ ہمہ نیمہ دیانہ دارہ نایہ دانہ ،، آکاش مُوکھ چھوک آکاش باسانہ
تت ست پرکاش آسانو ، دیوِن ہندہ دیوہ پرانین ہندہ پرانہ ،،
یُس ییت سُرہ تس تتِ چھوک ہاوانہ ، موکھ ہاو ہتہ شری تارانو
پرارنیچ فرصت چھمنہ روز ہر دانہ ،، تیہ زپہ بادہ بادہ نایی ژِئی ساوانہ
ساد تتہ ژِئی تورہ ساوانو ، درشنہ چانہ چھوک امرتہ ورشانہ ،،
تیہ ریش بڑہ ابمانہ چھُی توشانہ ، آئی صوُر صوُر آیی کہیشانو

